# آواز وأژےنو

(غزلَن تہٕ نظمَن ہنز سومبرن)

حامدی کاشمیری

کمپیوٹرسٹی، راجباغ، سری نگر، کشمیر

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

(جملہ حقوق بحقِ مصنف محفوظ)

| | |
|---|---|
| کتاب | آواز وأژے نو |
| مصنف | حامدی کاشمیری |
| تاریخ | جنوری ۲۰۰۷ |
| تعداد | پانژہ ہَتھ |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | مصرہ مریم |
| سرورق | مسعود عالم |
| چھاپ خانہ | رفیق پرنٹنگ پریس، سرینگر (فون ۲۴۵۶۱۱۱) ٦ |
| مول | زِ ہتھ روپیہِ |

کتاب میلنگ پتہ

- کمپیوٹر سٹی، راجباغ، سری نگر کشمیر
- ادارۂ ادب، شالیمار، سری نگر کشمیر
- کتاب گھر، مولانا آزاد روڈ، لال چوک سری نگر
- گلشن پبلشرز، گاؤکدل چوک، سری نگر

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

# انتساب

مأئِس ماجہ ہندِ ناو

حامدی کاشمیری

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

یَتھ واو ہالے ژونگ کُس زالے
تیلہٕ کنہِ زول مس علم تہ دین

شیخ العالمؒ

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

# ترتیب

| عنوان | صفحہ نمبر |
|---|---|
|  | ۲۳ |

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

## پننٕ کتھ

آواز وأ ژے نو، چُھ کأشرِ زبأنؠ منز مێون ترٚے یُم شعری مجموعہٕ، کُنہِ تتھ زبأنؠ منز یتھ پَرن وألِ محدود آسن، میانس یا بیین ہِندِس شعری مجموعہٕ چھپاونس ہیکہِ سوالِیہ نشان لگِتھ، ییلہِ نہٕ پرن وألی آسن، کتابن کیاہ بوٚرچھُ، اما پوٚز شأیری ہندِس فطری تخلیقی ووتہٕ شَسس (یوٚس اظہارُک طلبگار چھُ) تلِن، تیٚلہِ چھِ تم قلم ژُلنس مجبور، بامے پرن وألی أسی تن یانہ۔

شنود کسے یا نشنود من گفتگوئے مے کنم۔

یہِ چھُ مصدِ قہٕ زِ وقتس سیتی سیتی چھِ حالات بدلان، یِچ شناخت خودِ ادبی اظہارن منز سپدان چھے، بڑھ وِ نہ زر پرستی، صارفیت تہٕ کمرشلأیزیشن سیتی بنے یہ سمأجی، سیأسی تہٕ ذہنی زندگی زیادٕ خوتہٕ زیادٕ کھری دار تہٕ انسانی قدرن لوٚگ پھیش، یِمک سوٚن تہٕ ووگُن چھُ ادبس منز تہٕ در ییٚٹھی گژھان،



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

چنانچہ متن تہٕ بناوزیادٕ پیچیدٕ سوٗن تہٕ مُبہم ،تہٕ متن شناسی ہندی نوی مسلہٕ گےٗ پاٗدٕ
،یمن پیٹھ غور وفکر کرنچ ضرورتھ چھے بڑھان ـ ووٗنی چھُ تخلیق کارتہٕ تخلیقن ،
تخلیق کارتہٕ پرن والین تہٕ نقادن ،متنن تہٕ حقیقژن بیترِ ہندٕ بن رشتن پیٹھ نوی
طریقہ سرٕنہٕ سونچنہٕ یوان تہٕ امہِ چہ نوِ تھیوریز برونہہ کُن ایوان ـ شعری متنہٕ منز
کانٛہہ موضوع ،مقصد ،نظریہٕ یا معنہِ مطلب استخراج کرُن چھُ پرانیو مُت ،
ژھرٕ سے معنہٕ مطلبس کیاہ گرِ پرَن وول ، یہٕ ہیکہِ نہٕ متنہٕ چہ تفہیم ،تحسین کاری
تہٕ قدر سنجی منز کانٛہہ اتھٕ روٗٹھ کرِتھ ،زیادٕ خوتہٕ زیادٕ ہیکہِ اَتھ ذیلی یا ثانوی اہمِیتھ
دِتھ ،تہٕ شاعری منزوٕ وتلہٕ وُن فرضی تجربہٕ ہکہٕ پنٕنی بنیادی حیثیت تھ برقرار
تھوِتھ ، معنہٕ مطلبس کُن اشارٕ گرِتھ ،یہٕ معنہِ مطلب ہیکہ نہ گوٗ ے اَستھ ،
بلکہ چھُہ یہٕ کثیر تہٕ رنگارنگ آسان تہٕ پرٕ بتھ کانٛہہ قاری چھُ پنٕنہ قرٲتہٕ ستی یہٕ
دری یافت کران ـ شأیری چھے ژکہِ لفظ ورتاوٕ ستی پنن منفرد وجود پراوان ،
یہٕ ورتاو کتھ حدس تام چھُ لفظہٕ رنگی امکأنی تخلیقی صورت لباں ،تہِ وچھُن چھُ بینا
نقادن ہنٛز کأم ،لہٰذا چھُ متنس ستی رابطہ کرِتھ تہٕ امہِ چہ منفرد لسانی عملہِ ستی
ووتہٕ لنہٕ والہِ تجربچ زان کرنی ،اتھ منز چھے لفظہٕ ژار ،جدلیاتہ تہٕ ترکیبیتہ چہِ
متضاد عملہِ ستی ،تہٕ امہِ کہوٕ اشارو کنایوٕ ستی تہٕ اِمہ کہِ علامتی رح رکانہٕ تہٕ بیہ اتھ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

منز وۄتلنہٕ والِس متکلم، مخاطب، مکالمہ، فضا، وقفہ، ژھوپہ تہٕ نا معلوم آغاز تہٕ انجام ہیتھ اکھ فرضی وقوعہ (happening) بارسس یوان، یُس لبنہٕ تہٕ پرٕز ناونہٕ ہیتھ چھُ پرن وول جمالیاتی تسکین تہٕ فکری تھز رحاصل کران۔

تاہم چھُ ییہ یادتھون ضوروری زٕ لفظ چھِینہ اسمانہ وسان، یم چھِے ژکہِ زمینس ہیتھ وابستہ، تہٕ تخلیق کارسندٕ شعور تہٕ لاشعور کہ انضمامہٕ تہٕ سماجی، ثقافتی تہٕ اخلاقی سَنہِ ربو منز وۄتہٕ لِتھ پنن جہار ہاوان، یوت تہٕ تم خارجی واقاتن ہیتھ پیوست آسن تمِہ خوتہٕ زیادٕ چھِے تم باہمی تعملہ ہیتھ پننہِ منقلب صورژ پراونک باس دوان، تہٕ وبکھہ تبن، تہہ دار، ازٲنی تہٕ پراسرار تجربن صورت بخشان۔

چانہِ برٕ تلہ رٲویم رٲژے
آواز وٲژے نو

حامدی کاشمیری

مسعود منزل
کوہ سبز، شالیمار
سرینگر



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

بالہٕ پتھ بالہٕ ناد لایاں چھُس
واتہٕ ہا کوٚت تہٕ کوٚت بہٕ واتاں چھُس
رودِ متیٚ یم چھ گلو تہٕ زٔری گاٚ متیٚ
حال راتُک کمن بہٕ باوان چھُس
دوہلہِ چھُس وٕٹھ پِنی بہٕ شبٕہ راوان
رأژ وَن ہاہہٕ شولہٕ ناوان چھُس
گُس چھُ آگہٕ موکُل زبُوکٕ مرنُک
وٕچھ کمن کیاہ بہٕ یاد پاوان چھُس
چھُس جراں تابہٕ وُنی اَچھر راتس
گاش پھولہٕ نے بہٕ یم مٹاوان چھُس
وُنی دواں آنتہٕ روس شُنِس اندر
پان پنہٕ نوے بہٕ راوٕ راوان چھُس



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

لعلہٕ مالے پیش کش تھاواں کمن
ستھ سوٕ درژھنڈِتھ ژھورے داماں کمن
کفنہِ لأ رِگتھ توری کُن سأری دواں
کم لباں چھی پرٕزنتھ، راواں کمن
أسی تارکھ تِم تہِ پیے وٕسی،سوری گٔے
یتھ گِٹس منز حالِ دل باواں کمن
عأشی کرنس کُن کمن مأیِل کران
پیالہِ زہرکی پانہٕ ہیتھ چاواں کمن
واتہِ کُس آدم شنأسی منز تمن
کم تمن پتھ زۄ دِواں، گاراں کمن
کانھ کٔس افسانہٕ خانن چھا کران
ننہٕدِرِ تِم سأری پیمتی، پاواں کمن


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

عشقہٕ نارن زألی وَن
کیاہ وُنن چُھے بألی وَن
آکھ سوتھہٕ رِکی وَن ژھنڈان
برونٹھہٕ چھی پانژألی وَن
وٕنی چھُ یبتہٕ مُشکل دَرُن
شینہٕ تاپن گألی وَن
زان شہرٕچ کیاہ کربس
ژٕمی چھ ژھنہٕ ہتی نألی وَن
ژھا یتسِ راؤ و لَبو
چھی میٚے انہٕ متی سألی وَن
تاپہٕ ترٛ رس پھوٕ شُہل
لتھٕ میٚے اندِری کألی وَن


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اَوٕ میٚے پنہٕ نوے وِتارٕ آمُت اوس
پانہٕ بُرٕی کِن دُبارٕ آمُت اوس

اوس ما تیٚلی یہ ڈوہہٕ ڈاس گومُت
شوقہٕ یِونے بہارٕ آمُت اوس

یوٚر نَے واتہٕ نٕے چھِ آتھی آدم
اوس گُس کہنٛدٕ خارٕ آمُت اوس

یورٕ میٚے کتھ کُرٕس نہٕ دِل موژٕ رِتھ
کأنٛی پتہٕ مے امارٕ آمُت اوس

کأتِ سنگر ژنڈِتھ بہٕ کوٚت ووٚتُس
لول کیوٚتھ بالہٕ یارٕ آمُت اوس

ٹھری تھوِم ما میٚے پھولہٕ وِنِس نورس
تارکو دِتی اشارٕ آمُت اوس


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

ژھٹ رُمو تارکھ، عجب سامانہٕ گےٚ
حأرتن اندر پَنٕنۍ بیگانہٕ گےٚ
کتھ کھٔتِس منز آسہٕ ہن افسانہٕ خواں
در بدر شینہٕ رأژ منز افسانہٕ گےٚ
أسی تھوٚد ؤتھی ؤتھی گریزاں سودرکی مَلر
وِٹھ وٹھِت واپس دِنتھ دامانہٕ گےٚ
گٹی گُٹھمن منز شہ تہٕ ما کھالان أسی
سینہ کوبی ہنٛدی صدا ہر آنہٕ گےٚ
پوشہٕ متی سُند اوس وِنہٕ پرتو پینے
لوکھ گُٹھی قبرن اندر دیوانہٕ گےٚ
چھُس بہ چھوٚنہٕ رَس راتھ کیہو دوہ ؤنی دِوان
آے کم فُقرُت ؤلِتھ شاہانہٕ گےٚ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

زندٕ گأنی یا اجل
یُس وُ سُے اکھ بیاکھ ژھل
رُوز شعلان نارٕ بُونی
ہۆو واوَن گُوت بل
چھِم پھولاں لوٕ ہٲتی گلاب
انٛدِر لِلواں نارٕ پل
کۆت گرٛشھن ووٕنی جانہٕ وار
گٔے وٕٹس پمپوشہٕ ڈل
پانہٕ نِش چھُس رووٕمُت
چھَم گنیٕ مژ چاۓنی کل
کٔمی چھِ تم مشہٕ رأوٕمتی
چھم مێے جِگرس نارٕ چھل


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

پھلیہٕ رَخ لاگان گُلو
نار انٛدِر شوٗپہٕ ران گُلو
نیٖنٛدرٕ ژری متیٖ لوکھ وَٹس
کوٚت سنا لاران گُلو
تھپ زمیٖنٛچ کر ووتھیک
راتھ دوہ پیاران گُلو
بوزٕ گُس ژلہٕ لارٕ منٛز
گُس چھِ کیاہ باوان گُلو
تاپہٕ صحرا دورٕ واں
ژھاپِتِس ساوان گُلو
چھِک ؤتھر ترأوتھ گژھاں
کوٚت وہتہٕ راوان گُلو


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

دوہہٕ اَکہِ یِتِتھی سمن

روزی تن پتنن بنن

یٗ رگُن وٕنہِ تے ژٕ یِکھ

چشمہٕ وتھہٕ راؤے وتَن

زَن نہٕ ییہٕ کاتھ کأم چھک

گَتھ یمن لفظن سَنن

خونہٕ حرفو نال وٗ ل

لوکھ چھِیےٚ گأمتۍ حأرتن

نال ؤلہٕ نکھ کالہٕ کرہٕز

مُتۍ چھیے گأمتۍ صورتن

اوس ما نیزل ہوا

خونہٕ ئری گأمتۍ چمن



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

شینہٕ طوفانس لوٗ گُس ہانٛیوم پان
راوٕ راوِتھ پرٕزنتھ زانٛیوم پان
پان انٛدِری گوٗل تہٕ روٗدُم کالہٕ .کرہٕز
پانہٕ سے ہٕتین میٛے پرٕ کھاوٕیوم پان
چھِم کران گلٕ، پوٗش،تارکھ ژھایہ ہٕتی
بس اکِس آنس انٛدر راوٕیوم پان
نیٖرٕ کنٛڈٕی چھِم وٕنی رُمن انٛدری کھسان
پھلیہٕ ژھاین ہٕتی تس چھاوٕیوم پان
توتہٕ ووتہٕ لان چھُم منس انٛدر کھوچُر
ستہٕ ونیٖ ناگن انٛدر ناوٕیوم پان
اوس بروٗنٹھ بروٗنٹھ ژلہٕ وٕنین ژھاین ژلان
سأرسے لتھ دِتھ میٛے یژٕ گارٕیوم پان


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اَسی ہِہوٗی پأنہٕ کأتیاہ اۘسی

وٕنِتھ دامانہٕ کأتیاہ اۘسی

وٕٹھن تام وانہٕ نأوِم، رأوی

دِلکی افسانہ کأتیاہ اۘسی

زمیں ہٕژراوِ کوٚتہ اۘس

پیوان اسمانہٕ کأتیاہ اۘسی

بُنِن گُدرُن کمن وٕنہٕ ہا

پٕنٕنی بیگانہٕ کأتیاہ اۘسی

کڑان کتھ پٹھ چھ صحرا واش

پوٗتس دیوانہٕ کأتیاہ اۘسی

سُہ نیزن سینہٕ داراں گو

اَمی انمانہٕ کأتیاہ اۘسی



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

کھوٹُن پوٗنسن کِنتھ ما گئ
وُنُن اوٗ سُکھ وٕنتھ ما گئ
کوہن مرگن چھیے سوئے نبٕدر
سُہ کتھ زیوِ تاں اٗنتھ ما گئ
تِتھی گئ اٗسی تِتھِی آمتیٚ
دیٚہس پنٕنہِ نِس سَنتھ ما گئ
پنہٕ اکھ بیا کھ بُتھ لاٗرِگتھ
پنٕنی دامن دٕنتھ ما گئ
تہُنٛد نام و نِشاں کیتہ روٗد
ہواوس پیٹھ کھَنتھ ما گئ
اَچھر کاٗئناتیاہ میٚیے ورتاوِم
مگر تم سِر نٕنتھ ما گئ


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

نارِ لنٛبھ ووتھان وَن بالن

ژھانٹپ پیمژ چھیٚ ما لگن لالن

چھِک کرٛان کھکھرِ شینہٕ گٹہٕ کارس

ہوٚک نہٕ ژاٗلِتھ کوہو چھِ تی ژالن

شیستُرو آسمان کلن پٹھ ووتھ

رۄد وُنی کُس بوور کربکن نالن

شامہٕ سِے شیستُرو حصار کوٚرُکھ

وُنی سہٕ وکھ ووت بسی تیٖن زالن

لوکھ چھِ دراٰتی پران استغفار

آبہٕ کامن گمژ سرن نالن

ییٚلہِ تہِ اکھ قتلِ عام سپدان اوس

اٗسی ساٗرِے دِوان زیو تالن



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

خاموٗشی ہُند ژھل ما اوس

آنگن دارے جل ما اوس

تھۄ وٗژ ہرمُکھ بالس تام

یُتھۄ شورٕ یومُت ڈل ما اوس

گۆری ہیتھ سأری گۓ نابود

سکھۄ مأدان دلدل ما اوس

نکھۄ ییٚن کۆت، پۆت پھیرَن کیٛاہ

دوزخ بونہِن تل ما اوس

انہٕ ہا کوتاہ تیرَن تاب

سینِے اوسُم پل ما اوس

شینَس پیٹھ نۆن تاپھ اَسان

اتھ نورانس رل ما اوس



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

(مہجورنہٕ ناوٕ)

باوٕ ہا پوز باوٕ کیاہ
زخم ٕکاری ہاوٕ کیاہ
پانہٕ لیوٚکھمُت نالی گوم
لانٕی اَچھر ٕنہہ ناوٕ کیاہ
نارِ کول میٚیے گُن دَوان
تھاوٕ کیاہ منساوٕ کیاہ
کیاز انِد انِد ٹھُری تھوان
راوٕنس منز راوٕ کیاہ
شہ ہیٚنج مہلتھ کمِس
لنڈی پٹُنی وہراوٕ کیاہ
پوش پتھ گُن تراوی تھک
چھُک ژٕ ژھاراں واوٕ کیاہ

---

واوِ صبحُک سُلہٕ اوس لاران
تمبہ لیومُت کیاہ تاں ژھاران
(مہجور)



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

کأنسہٕ ما راتھ حال بأوِتھ آکھ

پانہٕ کیٚاہ تام راوٕ رأوِتھ آکھ

یم تہٕ گئے یورٕ شینہٕ شُنٛز بُزٕ گئے

ونتہٕ کم ون ژٕ شعلہ نأوِتھ آکھ

چأنٛی آواز ، زون مرگہٕ بلچٕ

شہر کیو گام نینٛدرٕ سأوِتھ آکھ

دارٕ ترٛوٗپہ رِتھ مکانہٕ ہایہٕ گأمتٕ

کُس ژٕ احوال بوزٕنأوِتھ آکھ

ساتہٕ پتہٕ ساتہٕ بُتھی چھیٚیہ بدلاوان

ونتہٕ کُس ذاتھ پرٕزٕنأوِتھ آکھ

چشمہٕ ہأنٛگل چھِ تریشہٕ تریشہٕ کران

کتھ سرابس ژٕ پان چھأوِتھ آکھ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

پوش تھارے یہٕ، بلبلن گوو دم

زانٛہہ تہٕ نٔے اوس واو یۆتھ برہم

سُہ کتیُوک خأر پاٹھ أچھ نہٕ ٹلان

سٹرکہٕ پیٹھ گہٕ بگاہ سمکھان چھَم

نیٛنہہ تہٕ نیٛنڈرِ رُجھم بہٕ تھاراں چھُس

کأتی گٔنڈ کرنٛز ، ژھایہٕ، ہٹر رِگردم

آئے باغن اندر ژٔسِتھ صحراو

تھاوِ کتہٕ نس ہوا گلأبٕ قدم

شامہٕ ہے أسی دارِ بر توہٕ رِتھ

أسی تارکھ اَسان وَدان باہم

چیم ژھوپٕ شُنٛز میٛے آیہٕ زخمن زہو

کن تھٔوتھِ از میٛے گُن چھٕ لچھ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

## ( نذر شیخ العالم )

اَسن کھٗنگالہٕ تراواں گۓ، دواں گۓ
میٚے اندی اندی اَسی گاشر وِیٚہہ کراں گۓ
تِمن کیٚاہ وُہٕرِ اَسا کٲر نومہٕ رنی
تُجِکھ تھود کٲر، ؤتھی، دارس کھساں گۓ
لوکٹ بڈی دارِ ذٕرزو ۔کنی وُچھاں اَسی
پیواں گوو نارٕ گہہ، سنگر دَزاں گۓ
وِنو کھتاں کُس چھُ پھیرِتھ تورٕ آمُت
یَپٲری کارواں در کارواں گۓ
وِڑاں تِم اَسی آمِت نارٕ سودرو
سیہ شہرس اندر وَسہٕ نَے رواں گۓ
خبرٲسکھ دَواں برونٛھ برونٛھ چھُ صحرا
پکاں گۓ تِم، پکاں گۓ تِم، پکاں گۓ

---

پکاں پکاں پکاں گۓ (شیخ العالم)



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

کیٛاہ وُچھُم حرفاوِ کیٛاہ
راوِنس منٛز راوِ کیٛاہ
توری کُن سأری پکاں
حال تورُک باوِ کیٛاہ
پوشہٕ چمنن ڈلی سہٕ گوو
آکھ شیٚچھی ہیتھ واوِ کیٛاہ
کُس نہٕ للہٕ وال چھوک ووٚنڈِ کی
ڈألی گُس ، گژراوِ کیٛاہ
بُسیٖن پھُنٛی پھاکھ گوو
چھُوئے وَنُن وَن، کاوِ کیٛاہ
زٕبو میٚے آمِژ چھَم چھوکن
وونی بہٕ زٕبو مِژراوِ کیٛاہ


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اَچھر تیہہِ پننہِ معجز کارٲمی کٔری
کلےٚ مُتۍ صاحبِ گفتار ٲمی کٔری

گوباں چھُک بالہٕ جُجرس تامہ واتُن
کھوبن منز ننٛدرِ مُتۍ بیدار ٲمی کٔری

سوٲس اکھ اوبرٕ چھَل آمرٕ کوہو پیٹھی
یہٕ کُس طوفان، لارِکی دار ٲمی کٔری

وِچھِت اَشی ٹاری پوشن وَچھ ژٹان ٲسی
شِٹھےٕ مِتۍ کوہ، وِتشل نار ٲمی کٔری

کِنارن پیٹھ بہِتھ ٲسی پانٕ ماراں
ژیتِس روٗدُکھ نہٕ پیرو پار ٲمی کٔری

بناوان ٲسی کوتھ ژھرِنےِ کتھن تم
وجودکی منکشف اسرار ٲمی کٔری


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

گَم چھِ لگہٕ مٕتی مارکن

رأو نیٚنٛدِر تارکن

أڈی جہِ کھنگر ہُوے ٹلان

مٕتی چھِ گأمتی صورتن

بروٚنٛٹھ کُن چھٕک کُہہ یوان

کَم چھِ گأمتی حأرتن

یوتھ نہٕ روزیکھی شَر پتو

ناد دِی تو دشمنن

خاب جاناوار گئے

باو کُس یٚنٛبرزلن

شہ ژھوکیوک افتادٕ پےٚ

گوٚت واویلا کرَن



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

واتہٕ کر ژوک تل یَمن

نارٕ لمبک ما ہَمن

اوس بس اکھ روُدٕ پھِرُک

سوری گئے پھولہٕ وِنٛی چمن

تم نشیٚمنگاہ وٕتھی تہٕ گئے

واوٕ، ژھاراں چھُک گَمن

اکھ اِکس پَتہٕ چھوک دِواں

اند چھُ کر لوگہٕ مُت غمن

چھک اُلجِھ منٛز بازرس

زانہِ مولا کر سمن

دارٕ بر مٕژرٲوی توَ

یسلہٕ پھلی مٕتی یوٚسمن


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

آگرِ نغماتن ما ووت
وبکھِ تبن طرفاتن ما ووت
نبرِ ری حسنس پتھ موٚت گوٚو
دِلہِ کبن واقاتن ما ووت
وزِملہِ ورشُن خون کران
شوقہِ تمن ساتن ما ووت
لبہِ ہا پے لعلستانک
غیبی ظلماتن ما ووت
پرِین ہِندی اوس خاب وچھان
اندی اندی جناتن ما ووت
جوےِ میانہِ سودرن ہند آگُر
ژوک تل گونہِ ماتن ما ووت



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اَچھ وہراٗوِتھ خاب وچھان
زنٛدٕ مرٕنکی اسباب وچھان
زونہِ ہیٚورگُن چھُس ژھال نِوان
بوٚنہٕ کنہِ چھِم احباب وچھان
پوٚد تھاوو کتہِ نَس تھاوو
چھیوٚنا عالمِ آب وچھان
تِم کتہِ آسن صبرس لاٗری
ییم بالن بے تاب وچھان
کیاہ وبہِ دوہلیوک گاش تِمن
ییم راٗژل تب وتاب وچھان
ہنٛہٕ یِنَن پانے تِم اَتھ منٛز
ییم دُورٕ سےٚلاب وچھان



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

کُوت کھاشُر زمانہٕ اوس گوٚمُت

یُس ہِ سےٚ تانہٕ تانہٕ اوس گوٚمُت

روزِ ہا کیٚژ پأری زان اَچھن

تَس میٚیے وِچھہٕ نَس زمانہٕ اوس گوٚمُت

روٹہٕ اوسُس گمُت بہٕ تاپکی پأٹھی

سکہِ بزی پدٕی نِشانہٕ اوس گوٚمُت

اوس وِڈرن کھَسُن دوہس راتس

خاب پرٚبتھ کانٚہہ ٹھکانہٕ اوس گوٚمُت

شوقہٕ دیدارِ لوکھ ژٕسِتھ آیے یہٕ

گاش پھولہٕ نَے روانہٕ اوس گوٚمُت

وِنہِ وہراوِنے میٚیے دامن اوس

خألی سورُوے خزانہٕ اوس گوٚمُت



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

پوشہٕ مرگن گُن دَوان وأرانہٕ سون
''یوٗ یارو دِل گوٗ دیوانہٕ سون''
پوشہٕ کالَس منٛز برہٕ شان گُس ناوٕنَس
شینہٕ رأژن منٛز نَوان افسانہٕ سون
سور بالن گوو فقط اَکہِ اَچھرٕ ستی
ژالہِ ہاگُس، اوس وہتہٕ رن بانہٕ سون
از تہِ پیاراں لولہٕ ہتی دیوار و در
بس اَکی لٹہِ ییزِ ہاوٕنی پانہِ سون
وٕنہِ تہِ چھوٕ گنزراں خاپکی موختہٕ پھلی
تھنٛڈِ موکھہ اَشی وانہِ بوڈ دامانہٕ سون
ییتہٕ چھِ دیوارن پھٹان رَتہٕ دأوی بتھی
زانٛہہ تہِ ییتھ وٕچھِ ہایہِ حأرت خانہٕ سون



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

گُتھ حقیقژ خاب گوٚو

سنگلاتن آب گوٚو

سُے پکاں گوٚو آبہٕ پیٹھی

اکھ جہاں غرقاب گوٚو

خونِ دِل ما ضایہِ گوٚو

کُس سکھوٚل شاداب گوٚو

سِری یہِ گوٚو آگُر گٹیوک

لفظ عالم تاب گوٚو

لاہٕ کُس بے وایہِ ووڈھ

کُس سوژُر نایاب گوٚو

تارکن وَتھ رأوٕمژ

پننہِ وَتہِ مہتاب گوٚو



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

ہوا سونتک گرٛھان اڈی جن چھہ ترٛی ترٛی
پیواں گئے پھولنہٕ برونٹھے پوش ہرٛی ہرٛی
خبر چھَک نا زِستہٕ وے سَر چھِہ ہکھِ ٕمتی
یوانٕ کوٗ کُن چھِہ جاناوار ژرٛی ژرٛی
فرق کانہہ گژھِ تہٕ گاشَس چھَک نہٕ روزاں
چھِہ سوژراوان اُچھن ہنٛد گاش پرٛی پرٛی
یہٕ چھا بُتہٕ راَژ ہنٛد سریٚہہ ریہہ ناوان
اُچھن برونٛہہ گنہٕ گرٛھاں چھِی زنٛدٕ مُرٛی مُرٛی
اِکس پتہٕ اکھ سوٗدُر برونٛہہ کُن یوان چھَک
چھِے کوٚت واتان آخر تارٕ ترٛی ترٛی
خودا زانان کُمی گژھ راوٕرِس وَتھ
زرٛی جامن تمِس اوس موختہ جرٛی جرٛی


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

آش چھُم وِنہ تِہ یِکھِ ژِ کأل یپأری

وأتی کوٚت کوٚت وُ جارِ بألی یپأری

زانہِ مولا ییٚہ کیاہ بِنتھ آمُت

شہر کیٚو دیٚہ گمتی چھیٚے خألی یپأری

تِتہ چھِ سودرس بے وایہِ ووٗٹھ لایان

سکہِ شاٹھن دِواں چھِ زألی یپأری

تِم وُچھان نورِ آسمانن ہتی

کأتی زولانہِ اَسہِ چھیٚے نألی یپأری

اوبر گومُت چھُ ڈے چھنبن چھارن

گُلو تہِ کٹہ تاپہِ کرایہِ زألی یپأری

لوکھ چھِ پیاران شیٖنہِ گٹہ کارس

زانہِ کر ییٚہِ بہار سألی یپأری



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

گٔنڈ سوڈر سٕگہٕ رٲونَم
شاٲلی تارکھ ہٲوِنَم
ٲس ہوچِ گرائے ہِش
جسم و جان وبسہٕ رٲونَم
گراوِگُنہٕ تھوٗنم نہٕ وار
داغ بارَو دِیٲونَم
تارکس کر آیہٕ زیو
راز راتکی بٲوِنَم
چھِم میٚے پانس گٔنڈی پھٹاں
پوشہ ژیہہ منہٕ سٲدِنَم
زونہِ حُجرس منز اژِتھ
یاد کم ژیہہ پٲوِنَم


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

ژَھرِ ژھوہ دوہہ تاڕ اُسی کران

پانہٕ ہے ما دَداڕ اُسی کران

کم کران چھی بساوِنکی پیمان

بسی تین کم وِجاڕ اُسی کران

اُسی لِتھٕ ونہٕ یوان خونس منز

شینہٕ داریو نظاڕ اُسی کران

زانہہ تہٕ ما پھِٹھی نینڈِر گلین تہٕ پلن

شور کوتاہ آڕ اُسی کران

آو اسمانٔ ظلمتُک سأ لاب

کأ لی تارکھ اِشاڕ اُسی کران

برونٹھ اوسُک گمُت اما کمی سُند

گتھ میٔے اندی سِتاڕ اُسی کران

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

واوِ ہالے ٹھکانہٕ أسی کران

کُتھ حقیقژ فسانہٕ أسی کران

ییلہِ تہِ کأنسہِ ناد واتہِ ہا تورُک

راتھ دوہہ شأدیانہٕ أسی کران

ہٹہِ ہوچ طناب گوبہِ ہا کس

کأتژ زولانہٕ أسی کران

رأوٕتژ عقلہٕ کأم ہنن کتھ پیٹھ

پأنژ پانس بہانہٕ أسی کران

کأتژ پتھ کال أسی حالس منز

برونٹھٕ گنہِ وِہ زمانہٕ أسی کران

کأنسہِ زونُس نہِ برونٹھٕ گنہِ أسِتھ

میانہِ کتھِ غأیبانہٕ أسی کران

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اَنٛدِرِ جنت سری زِہا

واوِ ژنجن دری زِہا

اِو سیٹھا خود رائے چھک

یژھنہٕ پٔننہٕ نے مری زِہا

کوٗت آگاہ موکہٕ لٔبی

ازلہٕ لیۆکھمُت پری زِہا

پانہٕ روزِتھ کیازِ گوکھ

نارِ سودرس تری زِہا

اوس ظلماتُک سفر

گاشہٕ دامن بری زِہا

زون تارکھ پوت ہیٔن

حرف پانس جری زِہا



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

واوِ شیچھ چھٕو رات کیوٚت سودرن ترَن

تأرِ مُژرأوِتھ تھوِو دارین برَن

بروٚنٛٹھ کنُ ما آکھ زانٛہہ ما خأبِ آکھ

ونتہٕ آخر لول چونٛۓ کیاہ سرَن

آۓ کم بے وایہٕ صحراوس انٛدر

ونی چھُ ڈیشُن تاپہٕ ژنجن کم درَن

لوٚکھ چھِ ونی اصلس تہٕ فرہس بیٚن کران

واتہٕ کر ژوک تل یمن بازیگرَن

رأت رالتس ژھید روستوی رود پیو

نالہٕ ہوکیِ متیِ ژوک چھُ نوٚن درامُت سرَن

گُلی ہیوان پتھ دم گومُت جاناورَن

واتہِ ہا کُس پوشہِ لنٛجہٕ پھلتھی ہرَن



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

رأوی تارکھ، ژھایہ بزی افتاب گے

لولہٕ ہتی کم أسی انٛدی أنٛدی خاب گے

آس درامٕژ زبو پھٹِتھ دوٕد موصمن

سینہٕ تیرَن دارٕنکی اسباب گے

پانہٕ ڈیشم بالہٕ تاپٕچ ژھاے أس

نالہٕ سأری ہۆکھی رتہٕ سر پایاب گے

ژِیۆنہٕ مُت کمی اوس وِیۆپ بنہٕ آسمان

پیرٕ ؤتھی لوکھ، کہہ تہٕ ون غرقاب گے

اوس بِری یَس شینہٕ تیشٕاٹِن ترُن

درائے گُٹھی قبرو نبر بیتاب گے

پانہٕ یتھ کتھِ ما نبراز تام گوو

گٹہ اچھر کتھٕ پأٹھی عالم تاب گے



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

نَوان شہرن انٛدر وأرانہٕ کأتیاہ
کوٗٹھبن انٛدر گمتیٕ دیوانہٕ کأتیاہ
کھسان دارس أچھن منٛز خابرٕ چھیرٕ چھی
دِواں گے زۆ اَمی انمانہٕ کأتیاہ
چھِیے کأژاہ موختہٕ گجہٕ پیاراں ژرِکس تل
بَٹھبن پیٹھ ہیتھ ژھری دامانہٕ کأتیاہ
ژے کیاہ چھُے پردہ تھوٗ دٕتُلنس تکلف
چھِ وچھہٕ میتیٕ أینَو جانانہٕ کأتیاہ
شہٕچ زنٛجیر روزٕم یتھ دَمس تام
میٚے وُہراتن ژٕٹم زولانہٕ کأتیاہ
کراں چھُس مالہ اَچھرن رأتی راتس
چھِ بربمہٕ راواں حأرت خانہ کأتیاہ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

پأنی پانَس یہِ کیُتھ عذاب گَریوو
پےٚ متٕمن تارکن حساب گَریوو
کھٔتی میٚے اندری گُلین گٹین ہنٛدٕ پأٹھی
کالہٕ اچھرن میٚے اجتناب گَریوو
وولنس ٕستی شینہٕ گٹہٕ کارن
رأتی رائتس میٚے گُوت تاب گَریوو
کس خبر أس توتہِ واتہٕ تتٕوے
ژٕون وتن منٛز میٚے انتخاب گَریوو
سکھ میٚے تیلان توتہِ نأرن منٛز
پان پننہٕ نُوے میٚے خاب خاب گَریوو
تھاوی شوقُل قدم میٚے ملرن پیٹھ
دورِ حورو میٚے کیوتھ جواب گَریوو

---

حورو کرُم دورے جواب


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

ژھیڈ رہ ستوے پیوان بالن شین
مس چھُ گومُت کمن خیالن شین
رُود کُس بنہٕ گٕٹس تہٕ گاشس منز
تہٕ تہٕ تہٕ چھُم بہان لالن شین
بلبُلن کوٚت ہُپ تہٕ دُپ گومُت
سونتہٕ کتھہٕ پٲٹھی پوش ژالن شین
کوٚتھ سِیہٕ دل چھُ نو بہارس منز
کفنہٕ پٲراں کمن گلالن شین
دارِ درواز تام دوٚہہٕ رنہٕ آئے
ؤنی پٔشو پیٹھ کپٲری والن شین
زِہو چھیے آمٕژ کنہن، گُلہن، پوشن
واتہٕ ؤنی کمٕ سندِ بن سوالن شین


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

آخری شہہ ہیوٚن تہٕ نیوٚن آسان گوٚو
زَزرِ پننہٕ نے منہدِم آسمان گوٚو
آیہِ بس اَکھ واوِ رِنگ پانژٲلی کِن
أچھ تجُسم آئینہ خانن فان گوٚو
دارِ برترٛوٚپہ رِکھ تہٕ تھاوِکھ ژورِ بتھی
صبحہ سے جاٲری یہٕ کیٚوتھ فرمان گوٚو
ہاوِہا کوٚت تام پاہٕنکۍ چھوکھ تہٕ داغ
پانہٕ گوو پوٚ شیدِ مبرٕ منٛز جان گوٚو
تیزٕ فرصتھ أس گس ، گن دارِ ہا
گاشہٕ تارُکھ حالِ شب باواں گوٚو
وار گس اوسُکھ مزارن واتہٕ نَس
آنگنن پتہٕ برونٹھہٕ قبرستاں گوٚو


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

مۆیانہٕ کتھِ اعتبار یۆتھ ما اوس

تارِکن انتظار یۆتھ ما اوس

بالہٕ پتھِ بالہٕ چھِم میٚے پھلہِ متِ پاد

خود نگر بالہٕ یار یۆتھ ما اوس

سنگرن تےٚ کھوبن گنوٚے گومُت

زونہٕ گاشَش غبار یۆتھ ما اوس

وۄتہٕ مُت از چھُ آسمانس تام

تھود یہِ سنگین حصار یۆتھ ما اوس

پرومُت، ما زمینہٕ نِشہ موکہٕ جار

زانھ تہٕ روحس قرار یۆتھ ما اوس

زُون شعلے یہِ ،تارِگو ژھٹےٚ ریہہ

لولہٕ نارس جہار یۆتھ ما اوس



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

گرٕ ھاں چھِم وِہ شبَس ہر آنہٕ کٲتیاہ
چھِ بدلاں بُتھی پَنٕنۍ بیگانہٕ کٲتیاہ
گلالو نال ہٮ۪تھ دامانہٕ ژٕٹۍ متۍ
ہوا صبحُک چھکان دُردانہٕ کٲتیاہ
میٚے دۄپ شاید مَشکھ راوَن تِیلِچ دگ
وَنے یکھ تارٕکو افسانہٕ کٲتیاہ
خبر کِیاہ أس اندری دِیہہ چھُ دہ دراں
کرِیٚے زندٕ روزٕنکۍ سامانہٕ کٲتیاہ
چھِ ۄتھِ متۍ بالہٕ دامنۍ نارِ موگل
وَتن لارے صاحب خانہٕ کٲتیاہ
چھے آخر کس گرٕ ھاں مس نیندرِ گانگل
چھِ تارکھ وسۍ پیواں آسمانہٕ کٲتیاہ


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

تورٕ کم نوی جہاں پرأوتھ آس

زان پننہٕ نی بہ راوٕ رأوِتھ آس

از تہِ پھیران وُنٕدرِ وأرانن

کم سنا موتہِ ننٕدرِ سأوِتھ آس

ؤنی چھُ تس تام زانٕہہ ییاُ پھیرتھ

آدٕ نکو وعدٕ یاد پأوِتھ آس

پأری زان أس سأرنٕے مُٹھٕ مژ

کینٛہہ تہِ نَے ییٚہ بہ پرزٕ نأوتھ آس

مژٕ ہندی ناد چھِم گرژھاں گوشن

نورٕ دریاو ٕپان نأوِتھ آس

چھَم پہواں دوہلہِ کیاز ژھانپ اُچھن

رأژ ظلمات گاشہٕ رأوِتھ آس



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

وَتھ بیٚین ہاوان گۓ

بستِین زالان گۓ

پوشہٕ اشبر پھٔلو ژوپأری

خون أچھو تراوان گے

زانہٕ مولا کیاہ ووچھک

وِٹھ وٕٹِتھ نالان گۓ

آخرس اَتھٕ آکھ کُس

تِم کٔمِس گاران گۓ

تورٕ پھیرِتھ آو کُس

توری کُن لاران گۓ

ووت کُس مژٕرس تِمن

درائے وَن والان گے



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## آگُر

رأژل نورِچ نپہِ ناوے
آکاش تہٕ تمہِ ہیٚور
شُنیاہ پرٕ پزٕلان

حورِۓ ماچھک
یتھ سکہِ صحراوس منٛز
تارٕ کھ ہتھ کوٚت آیکھ؟


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

نوٗرُک آگُر

وانجہِ سَنہِ ربومنٔز ووتہِ لان

بوٗئے چھُسہٕ ؟

میٚے چھالانہِ

سفر ظلماتُک ؟



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# انتظار

دُمراگیہٕ
چھُنہٕ آفتابہٕ کھسان
زون چھیٚ تارَ کھ ییٚتھ
کھَییہٕ بزی گاٗمژ

دٕہی لد بازارن منٛز
کاتہہ کاتہہ ژھائے


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اَنۍ سارِ پکان

گُلۍ کَٹۍ، پوشِ تہٕ پانٛژادرٕ
سارےٕ روٹہٕ گمتۍ

گو پھِ منٛز
اۘچھِ ٹاۘری ٹُلکنا


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

گاشِکی دری یا وَسن!

وَنہِ تیِٕ اوڈ پوٚکھ

وَنہِ تیِٕ پان

تہٕ کوتاہ پیارَو



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# ورق

تاپھ وِڑ رَو
تریشہِ وُتُش دِیوٚت
تانَس تانَس
کنڈِ پھٹ

کھووِ طرفہٕ
سِیہ کھییہٕ کنی



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

آلوگوو

ٹھہراوہَنا کر

میٚ چھیٚ ازدَشیٔ مژراوٕنی

گوٚپھہِ منٛز

درامُت

وَری یوٚ پتہٕ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

یارٕ بن ٕستی

کران کتھٕ

یۆت گرٛ ڈھِ

پتہٕ پتہٕ چھِس

یار پکان

ہیرٕ بوٗنہٕ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

دٕہ لد،

گاشِر شہ چھِس لیکھنہٕ یوان

پریزلان

ورقو

پان ووٚلُم



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## لمبکھ

شیشۂ گٹِس منٛز
بالوپیٹھی پیٹھی
واتاں ووٗتُس
شینۂ کھستانس
کٗوچھۂ منٛز

وِنہِ أسی شیشۂ درٚیچن نیندِ ر



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

کر وۄتھ؟

پیٹہٕ تا پھ ژۄپاۓ ری

وچھاں وچھان

پیٹہٕ وأتتھ

ساأرے آبادی

سینہٕ ژٹان ا


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

شینۂ کھستاں

وِگہٕ لِیائے

تہٕ آبکی لمبکھ وٕتھی

بے وایہٕ پلن نہہَ ناواں

پانسٕ ستی زِوان



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# آوُلُن

ہچہِ وِس کئِلس پیٹھ
ہٕرٕ بارے پتھ گُن ترأ وِتھ
ویتھٕ ہنٛزٕ
لہرٕ وچھان
کمہِ جوشہٕ
ییٚن پیٹھی نیرِتھ
بروٚنٛھ دوان



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

ژلہٕ وٕنی اَشی قطرٕ

دِوان بارَو

اسہِ کتہِ دِن

ووتہٕ لنہٕ ڈیٔشتہ

خاہکی تأثیر

وُچھان وُچھان



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

طوفانی لہرِ دواں دوراں

دوشہِ وے طرفو

ؤ ژھِ آوِ لِنس منز

سأر وے عالم

گوو آبے آب

زانہِ خودا

کمہِ شاٹھہِ لگو



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## کِتہٕ چھٕک

پاژن پورن ہنٛزٕ
دیوارورٕس کأنی پیٹھ
دِیوٚتٕ مے آلو
دم پھٹی ہیوٚ واوسٕک
ہنٛدٕ رِس براندس پٮ۪ٹھ لَر ترأوِتھ

وولہٕ کھس ا



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اَسن کھنگالہ بنیوس ا

بالہٕ ڈٕہس پیٹھ
چھُس سبزارس
چانی خا ٹُک تأ بیرٕ و چھان ا
ژٕ کتہِ چھک؟
کَتہِ چھک؟


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

کہہ تینتالوٕ پٲتۍ کِن

پوٚت آلو گوو

ژِ کَتہٕ چھَکھ ؟

ژِ کَتہٕ چھَکھ ؟



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## مکایہِ ڈارس منٛز

أسی
گیشوٕ رخسارو پیٹھۍ
مستکۍ لٹ
وانکن منٛز پأرِتھ
ناپاں، نال ولان
ژے کُس چھوے
رأچھ کران؟


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

بے وایہٕ اُسُن

کھوژُن کیاہ؟
گس؟
گُس ہاپُتھ وَسہِ
اندی اندی چھِم گُلی

وَچہٕ ہُند ماچھُوے

مأل پیومُت؟

یہِ مال چھُ بۆیہٕ سُند

اَتھٕ روزِتھ گے

جامہٕ ژَٹِتھ دندہأوی وَچو

حیسہٕ وبسہٕ ریوس۔

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## گرہز

سأری جنگل ژھنڈِم
برگس برگس
اوس لیکھِت
بُتھِ راتھ چھے کیاہ؟
شُنیہ کیاہ؟
تمِہ پتہٕ کیاہ؟
گارو کیاہ، کوت لارَو؟


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

کوٗت واتَو ؟

پکان پکان

بییہ وأتی تَتو بےٚ

وٲتی اوس

گُلوٗ گر بزٕ ٹُلہٕ مُت ۔



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## اتھٕ واس

اوش گتھ پیٹھ چھوٚ

ہاران

وُمرِ جو کھُم ، ووٚدٕنی روزِس ، ژَھٹہٕ بٹہٕ کٔڈی موٚ

ووٚنی وکھ آو برابر

دروازس تامت ووت سُہ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

ٹُھک ٹُھک چھٕ نا بوزان
وُٹھِ تراوِیوٚس درواز
وُچھان کیاہ چھٕ
بہٕ کرٕ ہاسو درس
ٔستی اتھٕ واس۔


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



وِیہہٕ

ستن دوہن
پھوٚژھیدٕ روس رُود
کوہہٕ تنبٕتالبن تامت
گوو آبے آب

ہتہٕ بدٕی اتھہٕ وٕتھی
تاپھ منگان


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

تاپھ کۆرُن

گُلۍ کُٹۍ دئ

زٕبو دراے پھَٹِتھ

دوٗدِ موصومن!

بونٕہ اتھ تُلی

لوٗکن لرِ لۆر

رُود منگان

یم کم وِیہہ۔



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# راوُن

بہٕ اوسُس رأژن
أچھ پیٹھ أچھ نہ تھوائ
شُوزی شہَو
اَچھرن مالہٕ کران

ژھائے رٕتھنز وِچھ تھےٕ
چھُس تھاران / کوّت تام پلن



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

یارٕہن ہف ژھٹ پھیران / پوشن کنٔڈی دۄ پھ نال ولان

نپہٕ نپہٕ کرٕونی پھٔلی
زالوٗمژٕی نیران
راوان!



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# دگ

کوٚہہ تینتالبن
آسہِ نہٕ شینگ نِیال تہٕ باقی
جویہٕ ہوکھن
ناگن کھسہِ سبندٕ ر
دری یاون ژوک نیرِ
تہٕ پمپوشہٕ سَرن
پیپہٕ واو



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

ہنگہ منگہٕ ہوئے ووتھ

ابرِ سیاہ کھۄت / وزٕملہٕ ہیتھ

کھۄت تہٕ تِیتھوئے

بالوپَتیٚ گوو

کانٛہہ چھُنہٕ شینگُ

ناوٕ ہیوان



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## اتھ

گوپھِ منز
نکتہٕ عروجہٕ زوالکی
سامان، راوان

نپہٕ نپہٕ گرٕ وِنی گنہٕ دُورأ لہٕ راوان
ہن ہن مُشک ژھٹان


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

ؤلہٕ جگرس منز
جائے گرٕ ے

وارٕ وُچھُم
گینہِ زالن اوٗسس
وولہٕ مُت نال



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

واپس ژاس
میے تھٕر تھٕر ٲسی اَتھن



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# خونس منز

کتھ کرٕنۍ جوین
جاناوارن ہِندس گیوٗنس
پوشن ہنٛدِس اَسہٕ نَس
اَنہِ گٹہِ صجس پھولہٕ نَس

اپچھٕ رن
ہٕتی زُواں چھُس


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

کر چھٚیس دور گمٕژ
خونس چائِنس منٛز چھیس

تاباں

أچھ مٕژ رٕم
دار بٕن گاہ اوس پیوٕمُت ۔

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri 



سفر

گناہ کارن ہندِ
خاطرِ نارِ جہنم !
برحق

میےٚ چھُ
تانس تانس
شہَس شہَس منز


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

ناردَزان

اوندپوک

سأرُوے

نارونار

تھپ ٲرمَس نالس

سون سفر چھا؟

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اکہ نارٕ دٕ زٕ تھ

بییہ نارٕ دزُن۔



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# اسِتفسار

کُس کرکوٚت لگہِ
راوِتہٕ کیٚاہ لبہِ؟
یتھ بازارس منٛز

وُمرِ جکھُن
موٚزٕ راوُن
آڈٕی جن اندری

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

سوٗسہٕ رُن

وَنیٚ کأنسہٕ پرٛژھو
تہٕ پرٛژھو کیٚاہ


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# رنگ

ءرنگہٕ گرِ سندٕ رنگ
ووتہٕ لییہ زمینس اسمانس
رنگن ہندزول سپُد

میےٚ چھُ یتھ کوہ لچہٕ پیٹھ
بونہٕ آباٗدی ہند
بس اکھ رنگ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

خوٗنٛک رنٛگ
دریٛنٹھی گرٛشھان
بۄرگس بۄرگس پریڈان
اَچھروالن منٛز
زوتان۔



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



رشتہٕ

أڈی جن ہُند
اکھ چرونگ! لاریومُت ؤتھ رِنس

تمہِ دوہہ صجس اڈیوٹھُک
تمہِ اوس امانتھ دیوتہٕ مُت

سأری وتھی سجدس



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

شکرانہٕ کورُکھ!

پۆت کھورے دراس۔



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# گاش

زون گیہٕ آبس
تارکھ رأوی
کتھ چھک پیاراں؟
یِنہٕ کوٗ ہی لہرن کھوژ کھ
یمہٕ چھبے
فقط برہمہٕ راوان!


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

أچھوَٹ

وٕس

موٗختہٕ کلٕبن ہِند

چھج چھِی پراران

ظلماتس منٛز

''اندریُم گاش

نبر ژھٹ''

کاۓ تِس کالس پیارو



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# ژھانڈی

آخرسمہٕ کھیۄم
سُہ کستوری کوہَس پیٹھ
ہَڑِ اوُسس
لالُوترٛوٹ
بُتھ اوُسس نور ژھان
چشمن منز
نیٚہ نیٚہ کرٕونی جنگل



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



کاڑکڈان

ہیٚون دیٚون

راوُن تہٕ لبُن

کھرُن تہٕ خوش یُن

دوہ تے راتھ

ہوٗئے!



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

شہرس وِہ نلہِ چھُ وولہٕ مُت نال
کیٚاہ چھُک ژھاران
ولہٕ پکھ!
سون تہٕ ووگُن
کیاہ؟
روزِتھ گوس۔



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## ستہٕ وے

سَتہٕ وے آیم
گون ریٚشم مَس
یَلہٕ ترٲوِتھ، مشکُ ژھٹان!
کوسُم ٲسِکھ
اسہ وِنہِ ہونجہِ ہران

کمہِ شوقہٕ


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

پوٗکس برونٹھ کُن ۔۔۔
بُتھِ آم سُہ بال

ستۂ وے بال ژھنڈِم

گربز وِنی آواز گیِم
اَسی چھِی پراران !


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# باپار

تہِ رُودی
سونہٕ بازارس منٛز لفظن
باپار کران
لکھٕ ہن کیاہ

لفظ چھیٚے باطنہٕ
سنہِ روٕ منٛز


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

وۄتلان

جِگرٕ کہِ خونہ پھبان

پرِیزلان

تقدیر لیکھان

کُس وَنہٕ ہا؟

کُس سَنہٕ ہا؟



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# اَسہِ تُل دس

أسی چھٮ٘ہٕ کھاشِر
نہ چھِ غاأصِب
نہ چھِ جاأبِر

اسہِ دیتو
شہ کھالنہٕ والنہٕ


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

عزت دار چھبے

أسی

زنجورِ

کرِتھ نیوکھ !

اسمانس تامتھ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

شیستر دیوارو
ژھچہٕ نارٕ چپاٗژ

سینہٕ وُلبۍ ژھوٚٹ
گربکہٕ وُن خون

اسہِ ٹُل دس


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## امانتھ

براندس تل چھوے
ناگ وزان

ساسہٕ بدیوٕ ری یوَ
ژھانڈی دِواں
لوٚسس !
میون امانتھ چھُوے



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## خوش بختی

بختن یأری کُرنم
لوُکہٕ عرساتس منٛز
تھندِس روضس برونھ کِنہٕ
اوش ہاران

شاید چھُس
صحراوس منٛز


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# احتجاج

لوٗکھ آئے
ژٔسِتھ
وچھ ژیٹان

کھورن تل
مأنڈِ کھی
پھاٹک تہٕ محافظ



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اسہِ گرٛ ڈھِ مِیت

تس تہٕ تِمن
گُس ببٕن رُود


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# خاب

یم گُرٕھی نہٕ رَلِنۍ
یم گُرٕھی نہٕ ستے گزٕ اسمان گُرنۍ
آفتابس گُرٕھی نہٕ وَلِنۍ
پانس ستی

گرن منٛز
اُسۍ اُچھ ہٕمژ رِتھ
خاب وِچھان



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

وۄنہٕ ہم

زینہٕ مرٕنکی
اسرارو نال وولُم

کتابن
ہندی انبار کھٔتم

گرٕشھ گرٕ


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

زخمن کرگر ہند !

کیاہ چھک ژھاران؟



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## تھپ

گُس چھُ پٔنن آسان
پَرُ دگُس
گاشَس زانڈیوان

رأچھی کریو زیوِ
اوسُک پانس ءستی ونان!



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

انتم شہ کھالان

موچھٕ منز روٗزٕ ؤتھم اَتھٕ
سوئے تھپ چھُم جِگرس
موٗکلن پائے چھُ کیاہ ؟



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



# ترٲیش

دوہہٕ اکہٕ
ناگ وٕزیو
رٔژِ لٔج
اخبارو کر یکھ دِژ
راتو راتھ
مکانہٕ، دکانہٕ تہٕ سڑکہٕ
بَنےٚ یہٕ


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

اکھٲری دِیادم

وۄتھ

نورِخوٗدایس

باپارکران

بالن، مرگن، جتگن



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

پھیران
تریش ہُران چھَم
بۆے چھُسہٕ ؟
تاپس ہٕتھِ لوگہٕ مُت



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



## دچھ پوٗنٛپر

وِنہِ اوس نہٕ گریشمُک تاپھ
ہمیو مُت
دچھ پوٗنٛپر کوٚت آمُت
وکھ ماپھیرِت گوومُت

ؤنی کیاہ لبہٕ
کیاہ رأویم؟


CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

شینہ کہستانن
منٛز کوت پلہٕ؟

دچھِہ پوٚنپری سنز
بولی
گرٛ ھاں چھم گوشن

''دچھِہ پوٚنپری سنز بول بوش گوم گوشن''
احد زرگر

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri



پروفیسر حامدؔی کاشمیری

# ...شمیری مطبوعات

۱/ نارس اَتھہٕ واس (شاعری)

۲/ یتھ میانہٕ جوٗیہٕ (شاعری)

۳/ آواز وأژِ ے نو (شاعری)

۴/ کأشرِ تنقیدی مضامین (تنقید)

۵/ شیخ العالمیات (تنقید)

۶/ جدید کأشِر شاعری (تنقید)

۷/ شیخ العالم (تنقید)

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri